# کُلیاتِ حسن ڈرائیور

ترتیب



آفاق عزیز
محفوظہ جان



"باوتھ" پبلی کیشنز ڈانگر پورہ، نروره نواکدل سرینگر

جنوری سنہ ۱۹۹۱ء

# کلیاتِ حسن ڈرائیور

ترتیب



آفاق عزیز
محفوظہ جان



باوتھ پبلیکیشنز ڈانگر پورہ نمروورہ نواکدل سری نگر

کتابہِ ہُند ناو :- کلیاتِ حسن ڈرائیور

ترتیب کار :- آفاق عزیز - محفوظ جان

چھپین وُری :- ۱۹۹۱ء

موٗل :- ۱۰۰ روپیہ

کتابت : غلام محمد مخدومی

مطبع : سٹی پبلشرز ڈلگیٹ سرینگر

کتابہ میلنک پتہ

۱- باوتھ پبلی کیشنز ڈانگرپورہ نرورہ
معرفت غلام شاہ متصل نورشاہ مسجد

۲- بڈشاہ نیوز ایجنسی لال چوک سرینگر

# انتساب

پَننِس شفیق مآلِس تہٕ ماجہ ہندِ ناو

آفاق عزیز

محفوظہ جان

# نومونہ

۱- ہاموتہٕ ژٲرو کٔرِتھ خاَلی کم خانہٕ تےَ

۲- یاگو زمانہٕ تبدیٖل نتہٕ یا خدایہِ جلیٖل
نتہٕ وَنتہٕ کیاہ چھیہٕ دٔلیٖل یتھ خفتہٕ چھکھ ژٕ یارا

# ترتیب

# گوڈٕ کتھ

شاعری عربی، اردو، انگریزی، فارسی یا کاشُر آسہِ تن۔ شاعری چھےٚ
بہرحال پرٕتھ کُنہٕ زبانہِ ہنٛز گرٛنہٕ یوان۔ شاعری کرٕنٛچ بنیادی جُزٕ چھُ پرٕتھ کُنہٕ زبانہِ منٛز
فطری طورٕ موجود۔ شاعری چھےٚ زندگی ہندِس پرٛتھ شعبس پانس منٛز جاے
دِوان تہٕ زندگی ہندِس ذرس ذرس پیٹھ چھُ شاعری ہنٛز چھاپ قایم کران
کاینا تچن زٕ ونہ زاتن ہندِ تخلیق گژھنہٕ پیٹھ یہندِس اندِ وانٛتس دوران یِہ
کینٛژھاہ سیدان چھُ، شاعری چھےٚ تتھ زِلو دِوان۔ مولانا عبدالرحمان جامی
مولانا جلال الدین رومی، فردوسی طوسی، سعدی شیرازی، ڈاکٹر علامہ اقبال، اسداللہ
خان غالب، شیکسپیئر، ملٹن تہٕ ٹیگورن بیترِ یتھٕ پاٹھۍ زندگی ہندِ کلہم نوہ
لنگرن، کائناتکس ظاہرو باطنس، سمسارکس نشیب و فرازس، ذہنکس سیاسی
مذہبی، سماجی، لسانی، قومی، وطنی، جمالیاتی، حسنی تہٕ تصوفی مشتس پیٹھ پنٛنہِ
شیرین زِلو چلاوان چھِ تتھے پاٹھۍ چھِ کاشر محمود گامی، شیخ العالم، للہ دید، احمد
بٹوارؠ، رسول میر، مہجور تہٕ آزاد تہٕ پننین صلاحیتن ہنٛد اظہار شاعری منٛزے کران
مہجور نیتہِ عبدالاحد آزادنہِ پاٹھۍ سیاسی، سماجی، تہٕ رومانی شاعری گوڈٕ چھُ براں تہٕ چھُ
کشیر ہندہِ اکھ نامور شاعر غلام حسن ڈار المعروف ڈرائیور تہٕ شاعری ہندِس اتھ اَرژھین
کاروانس منٛز شمارٕ سیدان۔ یہند کم کاسہٕ کلام
یؠ دوٚرے عوامس منٛز گوڈے مشہور گومت چھُ مگر یہِ کلیات بازرس منٛز یِنس
تام اوس اکثر کلام رٕ آوِتھ تل تہٕ اسہِ کوٚر گوڈنچہ لٹہٕ جناب غلام حسن ڈرائیور صابن

تاوادبہ بلحاظہِ عوامس برٛو ہنہ کُن پیش۔ حاجی غلام حسن ڈرابیو۔ چھِہ غزل، وٲژن ونہٕ وُن تہٕ نعت وُنتھ کاشُر ادب مزید وُبہ دِن تہٕ ترداہ بناوان۔ اُہنز شاعری منز چھِہ نُول مپرنی تہٕ کُنہ کُنہ آزادتہٕ مہجوربنی تہٕ تشکل ڈرٛہ پینٛٹھ گرٛھان۔

ڈرابیو رصابن کلام ژھارنس منز یودوے اَسہ زیادہٕ مشکلات ہیند سامنہ پیودونہ گرتو تہٕ پیترپھ درِ دست کُلیات قریبن ترٛہن وری ین منز مکمل۔ یتھ کِتھہ منز چھینہٕ کانہہ شک زِ حاجی صابُن اکثر کلام مُول اَسہ بہندیٚن دوٚن فرزندن جناب محمد سعید دار تہٕ محمد یعقوب دار صابس نش تہند گرِ لوبہٕ ڈکدل لال بازہٕ چھ حاجی صابن اوس بینُن کلام پانے اکس بہی کھالس پیٹھ تحریر کوٚرمُت یُس تادم تحریر بحالت صحی بہندِ مذکورہ فرزندن نِش موجود اوس۔ بہی کھالس کینہہ گوڈ ورق ژھینہٕ ہتسٕ منزی کینہہ ورق اُتر بٔزی گژھنہ تہٕ کینٛہن ورقن چھُہ لگنہ کنی آیہ اسہِ اُمی سندہ کلام نقل کرنس منز سخ دشواری پیش مگر ڈرابیو رصابنی فرزند محمد سعید دارنس پانہ تہٕ اکھ بہلہ پایہ شاعر چھُہ کوٚر اسہِ سیتی ژلیتھ یہ مسلہ حل کرنس منز اہم رول ادا۔ حاجی صابُن کلام پرٛانس کہ سم الخط منز آسنہ کنی سُید یہ پرُن سیٹھاہ مشکل۔ غلام حسن ڈرابیو رصابنی مثنوی، روضتہ الشہداء ژھارانس ژھاران یُس تکلیف اَسہ تہٕ خاصکر محمد سعید دارس تلُن پیو و سُہ چھُہ ناقابلِ بیان۔ دوٚر دراز علاقن منز مثنوی ژھانٛڈنس تہٕ دٔر عانہٕ کوشش کرنہ پتہ یہ مثنوی تسبز تہٕ دستیاب۔

اَمہ علاوہ چھِہ ڈرابیو رصابن ز ڈراما تہٕ لیکھِتھی یم چھاپ سپدنہ کنی موجود چھِہ۔ حالانکہ وُنیکتام اوس نہ عوامس یہ معلوم زِ حاج صاب چھُہ ڈراما نگار تہٕ بہرکیف یتھ تتھ پسیدی اُسی ڈرابیو رصابنی کلیات ترتیب دِلنس تہٕ یہ لگن ہیندین الکھن منز

وِاتناوِتس مئنز کامیاب تہٕ کامران ۔

کلام حاجی غلام حسن ڈرٕ ہیوٗن جمع کرنس دوران ییمہٕ مایہ تہٕ محبتہٕ سان حاجی صابنہٕ شریکِ حیات مرحوم محترمہ راجہ تہٕ اوہند فرزند احمند محمد سعید دار پیش پوان آسی ، تمہ کنہِ اوس ینہٕ اسہٕ شینہ گٔژھ کاکفایتہٕ ہ ووٚدٕ شترالین مشترکیتھ ڈرٕ ہیوٗ صابس متعلق ڈا سوٚمبراوُن نہ مشکل تہٕ نہ محسوس گژھان ۔ یمہنز حلیمی تہٕ حسن خلق وچھتھ آسی آسی شرمند گژھان ۔ محترمہ راجہ یوٚسہٕ سنہ ۱۹۹۰ء اندر رحمت حق سپنز آس ساروے خو تہٕ شیرین دِمن ۔ یتھ کنہِ چھ اسہِ امہ سارِی گرک خاصکر جناب محمد سعید دار تہٕ محمد یعقوب دار ن وٗتہٕ وۄنہِ چھ شکریہ کرُن ہنٛز بنیادی فرض زانان تہٕ کیازِ یموٚ کوٚر ینٛن قیمتی وقت خارج صابن سُہ کلام جمع کرنس منز اسہٕ سۭتی صرف یُس نہ بلکہ بہی کھالتس منز اوس ۔

ڈاکٹر حامدی کشمیری وائس چانسلر کشمیر یونیورسٹی ہندی چھ لولہ تہٕ محبتہٕ سان شکریہ ادا کران یموٚ ہمیشہ ادبکِ علمہ آسے قرار دیتی تہٕ اسہٕ رٕوٚدی بار بار ادبی کامن کُن راغب کران ۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی صدر شعبہ کشمیری چھ سانین قابل قدر دوستادان منز شمار یموٚ کوٚر یمہٕ تھ وقتہٕ سانین ادبی سرگرمین ہند خوش آمدید تہٕ اُزچہ لَکہٕ ینٛلہ اسہٕ ینٛن دردس کلیاتک فوروارڈ لیکھنک تکلیف دیُت ۔ کافی اورییہ آسنہٕ باوجود دیُت یموٚ تمہٕ شفقتک ثبوت یوٚسہٕ شفقت اکثر یمہنز زٕ یو بٔر ڈان چھیہٕ آسان ۔ لہٰذا یمہند شکریہ کرنس تہٕ گژھہٕ تِمہ ہنش حلیم زبان آسنی ییمہِک شرف جناب مرغوب صابنٕ یانس حاصل چھ ڈاکٹر شفیع شوق رٕوٚدی گوڈٕ پیٹھے ساینس ذیہنس منز ادبک رجحان یتھلاوان منز اہم رول ادا کران یموٚ دیُت وقتہٕ وقتہٕ تحقیقی تہٕ تنقیدی کام کرنک مشورہ ۔ یمہند شکریہ کرُن چھ ینٛن فرض اولین زانان ۔ جناب عبدالرشید ناز کی یم ساٚنی بزرگ

وۄستاد چھِ رۄدۍ سانیٚن ادبی دورن دوران پیٚٹھ اَسہِ ژٕ وزِ مبارک کران تہٕ ہمیشہ
بڑاوان ہمتھ کنٛہ ییٚم شکریہ ہُکۍ حقدار بنان چھِ۔

پروفیسر عبدالمجید متو (ڈائریکٹر سینٹرل ایشین سٹڈیز) ہِندۍ چھِ
ورٕ دیوان تہٕ شکر گزٲری کران یِم اَسہِ ہر وقتہٕ کام کرنٕکۍ بانٛد پانٛد کران چھِ۔

جناب گُلشن مجید چھِ سون ادبی سفر زِنٛدٕ تھاوان، قدراوار تہٕ تحقیقُک لایق
وچھنٕکۍ ارمان کران۔ یِمو کوٚر کلیاتِ حسن ڈراپھُک ترتیب دِنس منٛز سون لول ہنا
توٚت یمن۔ لہذا چھُ اَسۍ یِہنٛد شکریہ کرُن اکھ فرض زانان۔

سون فرض چھُ یہِ وِتانٛ زِ اَسۍ کرو نوجوان ادیبَن ہنٛدٕ تہٕ شکریہ
یِمن منٛز فہمیدہ جان، رخسانہ تبسم تہٕ شیخ محمد شاہین قٲبلِ ذکر چھِ۔

آفاق عزیز
محفوظہ جان

# سمر نامہ

کاشرِ زبٲنۍ ہندِ اکھ ووریاہ شاعر تُل توجہ اسِنہٕ باوجود نۆن تام عدم
توجہی ہندی شکار چھِ بنیومٕتۍ۔ یمن شاعرن منز چھُ حاجی غلام حسن وار المعروف حسن وار پور
تہ شامل۔ یُس چھُ اکس شخص سٕندِ پاٹھۍ دوران کاشر موسیقی شاعری پننہ قلمہٕ زبٲنی
ہنز بنیاد بناونہٕ اکھ منفرد انداز ووتلاوِتھ کوشش کران۔ اتھ کیتہٕ چھُ قدم دِوان تہ
چھُ حسن صابُن لکھنہٕ خاص کٔرتھ وشیوکہٕ چھِ مقبول عام لیکھ یمن نادرتھ پٲٹھ وورد
سوزِ عام باوتھ کران۔ شہر سرینگرک بسکین یہ قومی غیرت ووِل شاعر چھُ اصلاح معاشرتہ
حریت پسندی ہندین جذبن تحت ولسہ شٮ ہندی سیتھ ڈرامہ نگاری تہ استفادہ کران۔
بلکہ چھُ اتھ آدانس منز "ترین ہفتہ کتھ" تہ "لولہ پٔہر" ہیو ڈرامہ تہ ترتیب
دِوان۔ حسن ذٔریعہ چھُ اکثر اہم ہم عصر شعرن ہنز شاعری تہ استقامہ کران۔ ٹٮ سندلو
ہمکال شاعر دُنیہ چھُ امہ رنگہٕ شمیرین تہ احترام گرین اعلاوہ چھُ یہ آزاد خاص پاٹھی
نادہ منیس لایق۔ آزادین پاٹھی چھُ لس تہ وقتی سوشلسٹ نظریات متاثر کران۔ تہ صحتہٕ چھُ
علامہ اقبالنہٕ انقلابی تخلیقہ ہنز جھلک باز گشت تمنہٕ زبان سٕتہ

اے فلک وچھ کاشرین منز ذرۍ نۍ ہنز اضطراب — انقلاب و انقلاب و انقلاب
ذرہ کوتاہ عاجز ولاچار کیہ کیاہ صبر و تاب — انقلاب و انقلاب و انقلاب

پیشِروٗ شاعرَن منٛز چھُ حسن ڈٔلایُورُ عبدالاحد نادمَس پتہٕ سٕندِ ذٔریہِ نعت گوٗیی خاطرٕ وَرتاونہٕ آمٕژ مقبوٗل تہٕ مشہوٗر لۓ یا نہٕ ناوان تہٕ دٔنوٚنٕی تُھو وَزَن وَنٛنچہٕ اَتھ اَکہِ لَمبہِ بندہٕ چھُنہٕ حسن ڈٔریُورُ محض تقلیدس اکٔم ہیوان بلکہ چھُ اَمۍ وَنہٕ یکِتھ پَنٕنس جوہرس تسلیم کرناوِنکِس مقامَس تام واتناوُنک شنٛز کٔران، خاص کٔرتھ نٔیلہٕ سٕ ہیٚچ ہوی نعت یاو لوٗنٕ تخلیق چھُ کٔران :۔

| | |
|---|---|
| یا نبی ہول گو نولہ بیمارَن | اَسہِ وۆمیدوارَن ہاو دیدار |
| ئیٚژ کال وُمُتٕ خونِ دِل ہارن | اَسہِ وۆمیدوارَن ہاو دیدار |

تہٕ

| | |
|---|---|
| مکہٕ آو دِلبر ڈٔیکہٕ پھولہٕ وٕنیٖۓ | گرِتھ لِلہٕ وُفنیُۓ دیدن منٛز |
| کھۆنکہٕ نادِلبر چھُم نندٕ بونۓ | گرِتھ لِلہٕ وونۓ دیدن منٛز |

کُلہم پانٛژھۍ چھُ حسن ڈٔرایُورُ محموٗد گامی سٕنٛزِ گاتٕرا ومٕژ تھَو وَتہٕ پیٚٹھ یکِنٛچ کوٗشش کٔران یتھ عوامی زبانی ہُند عنصر کم کٔرتھ تہٕ فارسی آمیٖز بناوِتھ وُصل میر اَکھ تخلیقی شاہراہ بناوِنٕک اقدام کٔران چھُ تہٕ یتھ منٛز اَسہِ میر تہٕ ناظم صاحب ہوی شاعر تہٕ دادِ تحسین حاصل کٔران چھِ۔ اما یوٗز اَتھ وَتہٕ منٛز چھُ حسن ڈٔرایُورُ زیادٕہٕ ہِن تُک ہندی ہُند مرتکب سپدان۔ بلکہ چھُ اکثر وَنہٕ آمٕژن کتھن پَنٕنس کھالس منٛز شامِل کرنٕک گونہگار تہٕ بنان۔ تاہم چھِ حاجی حسن ڈٔریورس اُکِس قابِل توجہ پرٕ گو شاعر سٕنٛز حیثیت حاصل تہٕ یتھِس اُکِس پرٕ گو شاعر سٕند کلامہٕ ضایہ گژھنہٕ نشہِ بچاونہٕ کوٗشش کاشُر شعبہ کیو دٔیو طالب علموا انجام دِتہٕ تمہِ خاطرٕ چھِ تِم یعنی آفاق عزیز تہٕ محفوظہ جان لایق مرحبا۔ یوچھِیہٕ اُمِس عوامی

مقبولیت پراوَن ؤ آلیس۔ یمہ گوشہ آسہِ سٕتۍ تمام شاعری یکجا کٔرِتھ اَتھ شائع
کرناوُن سکہِ مکمل گژھتھ۔ وۄمید چھےٚ تہوٕنۍ زِ تِہنز یہ مخلصانہ کوشش
گژھہِ مشکوٗر تہٕ بار آور ثابت۔ یہ چھِ چھیتہ یمہِ کاشرِ شعبہٕ کِہن باقی فارغ التحصیل
طالب علمن تہٕ پننہِ پننہِ علاقہٕ کِہن گمنام تہٕ کم معروف شاعرن ہُند کلام محفوظ
بناونُک فرض پوٗرٕ کرن تاکہ اَہ آوس تل رُدمت کاشرِ زبٲنۍ ہند یِتھہ پیو سوٗرے
کلام روزِ ادب پرکھاوَن والین آینہٕ محققن تہٕ ناقدن سنجیدہ علمی کامہ خاطرٕ
آیتن۔

**ڈاکٹر مرغوب بانہالی**

۱۷ فروری ۱۹۹۱ء

# زندگی ہندی حالات

حاجی غلام حسن ڈار اوسُو زاو ۱۹۰۸ء ہس منز خانیار سرینگرس شیشہ گرد محلس منز۔ یہ اوس کر پٹھ منز مہ جماژ تام اسلامی ہائی سکول رانہ ہے کدل پیٹھ تعلیم حاصل شجرے نسب تہ چھ نمان زہ یہندین آلس اولس سلام دین دار تہ حاجی خضر شاہ ڈاکٹر محمد یوسف (سکونت امریکہ) محمد سعید ڈار (انجنیئر) تہ محمد یعقوب ڈار (استاد) ساکن لال بازر چھہ یہندی تہ شہ ٹھر کہ۔ شیلہ محبوبہ تہ شیر چھہ انہ تحیہ کور بتھ کن روزمزنہ یہند شجرے نسب چھ یتھ پاٹھی:

(نقل از بیاض مرحوم و مغفور محترم محمد شفیع ڈار مستوفی)

خواجہ ولی یعقوب شاہ ڈار (مورثِ اعلیٰ ولادت ۱۷۳۰ء)

↓

خواجہ عبدالقدوس شاہ ڈار (اول)

↓

خواجہ عبدالقدوس شاہ ڈار (ثانی) ۔

↓

خواجہ غلام نبی شاہ ڈار۔ خواجہ نورالدین شاہ ڈار۔ خواجہ محمد شاہ ڈار (مرقد شش حضرت بل متصل آستانِ عالیہ)

↓

خواجہ غلام رسول شاہ ڈار

لے

خواجہ سلام شاہ دار ——— خواجہ عبدالقدوس شاہ دار

↓

خواجہ محمد شاہ دار - خواجہ علی شاہ دار - خواجہ حسن شاہ دار المتخلص بہ (ڈرائیور)

جناب غلام حسن ڈرائیور چھ زبٕتھ بآبے محمد شاہ دارن تھاؤ اُمس دست
شفقت پیٹھ تہٕ لوگُن ماشٹر مول لو گیار سپے منز گنڈنہٕ کنی اوس ہمین سنخ لاڈ بیار سیدان
اہنیدس بالیغ گژھنس ستی ستی پیٹھ کشمیر منز سیاسی انقلاب آو یم زودی نہٕ
اُمیہ نٕشی متاثر گژھنہٕ روُس تہٕ ییوٗ کہ ۱۹۳۱ پیٹھ ۱۹۴۷ ہس تام اکھ منز حصہ۔
۱۹۵۳ ہس منز اومین اوسبزیشن کرنہٕ تہٕ گورٕ دٕنہٕ اکھ کنی گنڈنہٕ کنی لوگ اوٗ ہند

---

۱؎ بعضے مورخ میگویند کہ خواجہ عبدالقدوس دار (اول) را فرزندے بود کہ نامش محمد یوسف
شاہ دار اورا پسرے تولد شد کہ نامش ابراہیم نامی والد بزرگوار خود عبدالقدوس شاہ دار داشت

۲؎ شیخ صاحب مرحوم نے جب برائے آستان عالیہ کو شہید کیا، تو وہ چھوٹا سا
مزار بھی اس کی زد میں آ گیا۔ ان کی قبر پر بہت بڑا سنگ مزار تھا جو بہ ہزار دقت
اٹھایا گیا۔ جب ان کی قبر اکھیڑی گئی تو شاہدین کا کہنا ہے۔ ان کی نعش ایسی
نکلی گویا ابھی دفن کی گئی ہے۔ نسیم باغ یا حضرت بل کے کنارے بعد میں سپرد
خاک کی گئی۔ مرحوم محمد شاہ دار نے عمر کے بارہ سال آستان عالیہ میں روبروے
حجرہ پاک چلہ کشی میں گزارے تھے۔ مطابق وصیت وہیں متصل آستان
عالیہ متصل محراب مدفون تھے۔ ان کی وفات کے سو سال بعد یہ واقعہ
پیش آیا۔ خواجہ عبد ... شاہ دار ولی جناب مرزا کامل صاحب کے پیر مرشد تھے۔ اور خواجہ زینہ
شاہ دار ولی کے بھائی تھے۔ (بقول محمد یٰسین دار)

صحت خراب گژھنہٕ۔ ۱۹۷۴ سنہٕ ہس منٛز چھ یم دُنیہک کاروبار ترک کٔرتھ عبادتس
منٛز مشغول گژھان۔ تہٕ اَتھ دورس منٛز چھ یم زیارتِ بیت اللہک فریضہ تہٕ انجام
دِوان۔ آخر چھ غلام حسن ڈرٛیور بیمار روزنہٕ پتہٕ ۱۹۸۰ سنہٕ ہس اندر یتھ فانی سرایہ
الوداع کٔرتھ ہمیشہٕ خاطرٕ اچھ بند کران۔ زندگی ہندی آخری دوہ گنذاریمہ یمو
بوٹہٕ کدل لال بازر۔ یم چھ اتھی سپرد خاک کرنہٕ آمتۍ۔

نروورس نالے ہٕارکین گنجان آباد علاقن منٛز شمار چھُ سپدان اَکھ
اوس غلام حسن ڈرائیورسٕنٛدس کالس دال شٔین چلاوان۔ یتھ بیوٚرس قومی
شہرس بیچھ آباد چھُ، اتھ تہٕ اوس حسن ڈرائیورس نرورکی پانٹھ دانہٕ ہنٛنک کارخانہ
یتیمہِ کنی سہٕ ڈرائیور تخلص استعمال کران اوس۔

یم آسی ساد لوح تہٕ انصاف پسند آسنہٕ علاوہ نرم تہٕ خوش خلق طبیعتکی
مالک۔ یہندس کلامس منٛز آسہ شایستگی، بردباری تہٕ انکساری فطری طور۔ یم آسی
پرتھ کانٛسہ سٕتی خندہ رُوٗیی سان پیش لوان۔ تموک چینکی آسی سخت عادی۔ جناح ٹوپی
کالس دنکھ اوس یہند طیر۔ یم آسی میانہ قد تہٕ خوش شکل آسنہٕ علاوہ نوزُک جسمکی
مالک۔ طبیعت اوسکھ اکثر ناساز روزان۔ یم آسی قلیل غذا کھینکی عادی۔ غلام حسن
ڈرائیورس نشہ کُوٚر وایہہ طلب دارو روحانی فائض حاصل۔ یمن آس شعری پانہٕ سیٚٹھے
شعر و شاعری سٕتی وابستگی۔ روزانہ تکیاہ لوکچار پیٹھے آسی یم گنگراے کرنکی عادی
تہٕ تاریخِ زبر دس شوقین۔ یہندی بچین کین دو جانن یُند علم پلیہ خواجہ
غلام قادر تانہ بلیس سپدان چھ، سہٕ چھ امس اَتھی کم والٕنہٕ منٛزے تربیت کران۔
یہندس تربیتس منٛز روٗد حسن ڈرائیور وارہس کالس تہٕ امہ پتہٕ روٗد امکس جان

خلاد وس بزرگ عبدالعزیز خوجہ یارِ بلبس نِش رٗوحٲنی فٲضہ حٲصِل کرِتھ پٔہند
مرشد میون نِش آمی علوٗم باطنی، اصلاحِ سخن، تہٕ رموٗزِ قلندری حٲصِل کٔرِ اوس
کٲشرِ ہِند نامور شاعر تہٕ عالِم جنابِ شمس الدین حیرتؔ کاملی باندان لوٗہٕ ہیٹھ۔

## شاعرانہ صلاحیت

جناب غلام حسن ڈرائیور چھُ واقعی کٲشرِ ہِندین نامور شاعرن منٛز شمار
سپدان۔ اُمہِ ہِندِ وَنہٕ وٕن چھِ ہمٕنز مشہوٗری منٛز سانہِ وے خو تہٕ اہم منفرد رول
اداکران۔ حسن ڈرائیور چھُ تمہِ ساتہٕ کٲشرِ ہِندِس چلیس چلیس پلیٹھ پننہٕ چھاپ قایِم کران
پیلہٕ سنہ ۱۹۶۰ہس اندرٕ یکہِ اسند لوٗہ وَنہٕ دُلو ٹھونہ پاسے تھلکہٕ چھوو۔ اُمہِ ہِندِ وَنہٕ وٕن نیٖو و
پٔرِتھ کُنہِ خاندانک حصہ تہٕ زینت۔ زنانہٕ آسہٕ زیادے پٔہن اُمہِ ہِندِ وَنہٕ وُن
محفلن تہٕ خصوٗصی مجلسَن منٛز گیوان۔ یِمو چھِ نعت نماوِنہٕ وَن تہٕ وُنہٕ ہتی۔
وژن، غزل تہٕ ونہٕ دِنہٕ علاوٕ چھِ یِموٕ لغت تہٕ تحریر کٔرِ ہتی۔ غلام حسن ڈرائیور
چھِ اکھ مثنوی "روضۃ الشہداء" تہٕ سنہ ۱۹۳۹ہس اندرٕ تحریر کران یُس
غلام محمد نور محمدن چھاپ تہٕ چھپیہ کٔرِمتٕر۔ اَتھ مثنوی منٛز چھُ واقعۂ کربلا تُتھ پاٹھی
بیان کرنہٕ آمت زِ انسانن چھُ پران پرانے اوٚشس دار لگان تہٕ خوفک شعفنیار
چھُس دوٗرٕ گژھان۔ یہ مثنوی چھپیہٕ تیٚز مشہور گمژھان زِ چھپان چھپانے
چھپیہٕ یہ عام لوکن تام واتان۔

جناب غلام حسن ڈرائیور چھ ونہِ مہر مہدی یعنے انقلابی مہدی ہند
مایہ ناز شاعر۔ یمہِ شاعری ہُند ب وشرن۔ غزل۔ نعت۔ وننہ وان تہٕ مثنوی
مَنز ومستجاب۔ غلام حسن ڈرائیور چھ لسہٕ خان فدا۔ محمد میر احد زرگر۔ مرزا غلام حسن
عارف بیگ۔ میر غلام رسول نازکی۔ دینا ناتھ نادم تہٕ رحمان راہی صاحبن
ہند قصر مگر یمن ہند شاعرانہ مزاج۔ یمن سوچ تہٕ تصورِ حیات چھ شمس فقیر
رحمان ڈار۔ سوچھ کرال تہٕ رسول میرنِس نِش زیادہ قریب باسان۔ اسہ ووٗن
بڈو نیچھ زحاجی غلام حسن ڈرائیور گوو نہ فلسفہ ہِش اندی کنہ یمہ وونہ دون باوہ
کنہِ زیادہ مشہور مگر یمہِ شاعری ہنز بنیادی خصوصیت چھیہ متصوفانہ۔ یمہِ
شاعری منز چھ اَسہ نوم تہٕ ماہیلان۔ غلام حسن ڈرائیورن کر مثنوی مثنوی ذالقیہ
تمبہ ہِل کینہ خاطر مروجہ عنوانس تحت تہٕ شاعری ہنز فانسِس خلاف تہٕ باقی
سماجی عاملن خلاف تہٕ شاعری ہش آمِ چھیہ۔ یمہِ گر ازدن مسلمانن تہٕ غلام
تہٕ قوموں متعلق تہٕ ینہ مایہ ہبر تہٕ مقناطیسی زلہ استعمال سو

سرمایہ دارس پھنہ مسہ مرکہ سوخن تم یاد
یم خبہ غرض تہٕ مطلبکی چھو یار موزورو

یا

کشیرہ کین غریبن کنس تھاوکن موزورن
سرمایہ دارلوکن سرمایہ گیہ پنڈ ادا

ووٗن گو یمہِ شاعری پتھ چھ بحیثیت مجموعی ون ونچہ لیہ ہند اثر غالب
باسان۔ یمہِ شاعری چھیہ رسول میرنِس تہٕ اسد میرنِس رنگس منز آوسنہ باوجود

اَتھ کیہِ ہُنرِ شاعری ہشن بامان۔ موسیقی ہُند عنصر تہٕ ساخت چھُ ہُنرِ شاعری
بیپھُدٕ غالب۔ دُنیچ ناپائداری تہٕ زِندگی ہُنز بے ثباتی ہُند چھُ ژٕ امیوٕ خاص رنگ
احساس۔ یمہٕ معشوق چھُنہٕ یہ سہ دون نہ بیٚیی معشوق بلکہ چھُ یہ ابدی حُسنُک ظالہا ستر
سۄ چھُ امیس معشوقس نیچہ ناپایدار قفس عنصر کو یہ رَنُن تہٕ تس منز پان آنُن
نیٚبر یمان۔ غلام حسن ژٕ امیوٕ چھُ نا نان زِ یہ ابدی تہٕ ازلی معشوق چھُ قسمٕ کیو بیہ
چوان لیُس بینٕ پان گمہٕ گذرتہٕ قسمو پتہ نیبر۔ ژٕ امیوٕ جناب چھُ امی ازلی حُسنُک
عاشق تہٕ فلواسہ تہٕ امی حُسنٕچ تلاش تہٕ جستجو تہٕ ژھاڈ چھیہ تسند کلامُک شُر سرِ پٲٹھ
زِیچھ بنان لہر۔

# غزل

جناب غلام حسن ژٕ امیہ سندین غزلن منز چھُ لول، محبت، فراق،
تہٕ ہجرُک درد یہ چیز تہٕ رنجہ کریا تمی لگیمتن۔ سہ چھُ تِمے پاٹھی یمن محبوبس
نِش دُور چھُ تہٕ اشارہ سال کران یمہ گژھ تہٕ آتہ نس تۄرٹ یتیچ کس نوہن پوچھینہ
نہ وینچ کانہ تکو ساری رشوتہٕ یتھ استقبالس پیدان اچھ اسان۔ تسندین غزلن
ہُند محبوب چھُ تیوت حسین تہٕ خوبصورت زِ تیمہ نہ یچھین تمام خوبانہٕ تہٕ پولاوینہ
پوشہ زاژن چھُ شرمندہ پیوان گژھن۔ حاجی غلام حسن ژٕ امیہ چھُ یمنس چیزس
سندی اوصاف بیان کران مرزا محمد رفیع سودا سندین امین شعران سیتۍ
یکسانیت تھاوان سہ

معتقد ہوں نہیں اُس کی تجلی کے بیان کا جوں شمع سراپا ہو اگر حرف زبان کا

(سودا)

حُسنک صفت اَنزرُن محال  بے حال گژھان صاحب کمال
وۄن شو خُتھر حسن ڈر یہو ری  دلیوانہٕ گوٚو تس سۄ ندری

(حسن ڈرامیوہ)

حسن ڈرامیوہ چھُ روٗشُل میرفی یاد تازٕ کران تہٕ تہندی یاگٹھ چھُ پننس
محبوبہٕ سُند قد "الف" تہٕ دہن "میم" قرار دِوان۔ سُہ چھُ حُسنکس دیوتاہس
بنِن تروجان رشوٚ دِوان تہٕ تس بینِن بناونگ خاطرٕ کاشہ قدم تُلان تہٕ کیانہٕ
حُسنک یہ کامہٕ دیو چھُ تس فند، فریب تہٕ دوکھہٕ دِتھ دِلکُ قرارہٕ ہیتھ تہٕ دولمُت
آسان۔ سُہ چھُ پننس محبوبس خوجہٕ یار بل زنگہٕ نادِ منز سوار وچھان تہٕ گرا چھُس
حضرت بل وٚنی دِوان۔ شالہٕ مار کین باغن، اچھ دلہٕ کین سبزاران، تیل بلہ کین
نالن تہٕ ویرناگ کین جنگل صاین تہٕ ریتہٕ کالکین برگِ شش شینہٕ تیتالین دیدمان
زٹھ چھُ۔ سُہ پننس محبوبس وٚنی دِوان لیُس تس ڈیکہٕ لالنے لنظرا دِس گوٚ ہٕت۔ اَران
تہٕ فراق تھاوِتھ تیُس یار ڈرامیوہ صابس زِ دِرزِ دولمُت چھُ۔ سے چھُ ڈرامیوہ صابنس
کلامس منز وِہی بدلاوی بدلاوی زٕ حالہٕ مادان نظر گژھان۔ سُہ چھُ تس بنزناونہٕ
باہتھ لولہٕ پیالن جاے پھیران، یان کھورن تل ترٛاوان۔ کوچہٕ بازارہٕ وٚنی دِوان
کوچہٕ گلین ہیتھ ناگہٕ روزان۔ نین، سر حدن، ماگن تہٕ بادام وارن پھیران۔ باد
صبحس اَکتِ انکساری تہٕ عجزہٕ زاری سوزان۔ غرض سُہ چھُ شنیاس لا گیتھ لسنہٕ دادِ
جوٚگی بنان۔ محبوبہٕ سنزِ جدائی منز چھُ حسن ڈرامیوہ شہرو گام پھِکھی پھِکھی نیران تہٕ
اُمینگ شوہر چھُ دوم تا شام تہٕ واتان۔ یِتے لوت ہنزِ حسن ڈرامیوہ چھُ پننس ازلی
معشوقس کم فند تہٕ فریب دِتھ زالس منز اَنِنہٕ بیٖزِ حالن اَلِکہ چھُ سُہ تس یہ

باوٕرٕ کران زِ تٔسۍ نٔبہٕ انٛبارٕ چھُ سوٗدٕ گردٕ لواح شٔشرِ یاہ تہٕ یہِ مِژ حسن ڈارٕ نِیورن غزل آچھٕ
باوتھ کران زِ محبوبس سٕندی ناز نخرٕ ولٲے چھُ اوہنٛدٕ وجودٕ ناقابلِ تقلید۔ چنانچہ خوٗ
تہ کامہٕ دِوس جادوٕیی ہانکل کرٕنی یا تجربس لبٕنی چھینہٕ کانٛہہ تہ دائمی عمل تہ کیاہ زِ حسن
ازلس پیٹھٕ نادونہ ولٲے چھینہ یم شرف کانٛسی نہ سٔہیکہٕ دِتھ۔ سٲدی رموز باطنی تہ رموز
قلندری پرکھاوِتھ۔ یُہے عمل چھُ حسن ڈارٕ نِیورن غزل تہ آوٕرٕ دٔمت تہ اَتھ منٛز چھینہ
اہلِ دلن تہ اہلِ دردن ہنٛز ہدایہ بازگشت کٔرن گژھان۔ تہنٛدٕ لتہ درِ مجازس
منٛز رموزِ کلیدی تھاوٕ اشارٕ لیوٕ دسٕ حسن ڈارٕ نِیورنہ شاعری منٛزگتہ گیوٕ چھ کران اگر
سُہ چھُ بیٛتر باطنی مجازٕ چہ سٕمہ تصوفکین سرحدن قریب واتنچ پُرخلوص کوشش کران۔
حاجی غلام حسن ڈارٕ نِیورٕ بیٛنتہ مجازی رموزن ہنٛدٕ بِر ستار اوس تہ کورٕ
تمی اسرارِ باطنی تہ اخبارِ سلوک تہ مطالعس منٛز انٛگ حیرت مندانہ سفر۔ سُہ چھُ
بینہ نہین روحانی، وجودی، محسوساتی، غیٛر محسوساتی، اخلاقی، ذہنی، تطہیری تہ
بیٛرآدی تجربن روحانی تصوفکین لباسن اندر مہربنہ ہنٛدی باطنی پیش کران۔ حسن
ڈارٕ نِیورنہ غزلہٕ منٛز چھُ دِچھٕ حبن واد حوالوٕ بدلاوان۔ سُہ چھُ غزل وٕنن وٕ آلس
تصیبہ تھاین گنٛدان۔ شام چھُ تیٚلہ چھُ غزل حسن ڈارٕ نِیورس گرٕ گنٛدتھ تھٕورٕ
تنہاشرآدِتھ ثلان تہ تُہ نیورٕ صاحب چھُ ہنٛدس ہمیشہ کرٕ لیٚان روزان بٔکرٕ چھُ
تس شکوٕ تہ کران سہ

چھِ تہ تیٚن گوسہ میانہ حوٗ تہ کانشرِ صاد ودیم حوٗر
تمس سیٚتین روٗتن آرام دِل یٚور
بہ تھاوٕ نس خستہ دل بٔنتہ منوشن

میٔ کیاہ وونمس شہ دلبر چشم میٔہ روشن

# وٕژن

اٰہنز وٕژن چھنہٕ ہند شوٗر فراق ہنہٕ پان دأرن چھُ تمسانہٕ
چھچ کڈان ییٚلہِ باغکی بلبُل پیٚشہِ زاٰژن ہُند یادن داوس چھُ وچھان نکھہ سہ

هیٚہ پوٗ واو ہردن ہرِ کتہ بوٗم یاوُن
گُلشن شٮٖن ژأرن گیس آنہٕ ولیٖپے

وٕژنن ہُند محبوٗب چھُ بہادر تہٕ دلاور۔ سُہ چھُ پرٚ آسنہٕ کنہٕ آسانی
تہٕ وڈان مگر حسن ڈراپیوٚد چھُ سوٗر ٹھیتھ اکھ گوساٮٖ۔ تس چھُ یقین زِ سُہ چھُنہٕ
محبوٗبس روبہٕ بیٚنس قابل مگر محبوٗبہٕ سُند حسن چھُ تس نارس ووٚتھ تراوُس محبوٗبہ
کران توٚے چھُ تسُند وٕژن تیٚلنس محبوٗبس صرف وچھُن ییٚرِ عان تکیانہٕ تمس
چھُ عشق تاکید کران زِ محبوٗب وچھُن چھُ ثواب۔ محبوٗب ہنز سوٗر میٚر دار بادام
چشمہٕ وچھیتھ چھُ ہرنہٕ تہٕ زاٰژ دشکار گژھان تہٕ خنندِ کرنہٕ ہتی وِزملہِ مند چھان
اٰہندِ ین وٕژنن ہُند محبوٗب چھُ برطاق یہتھ دتہٕ بکُن والیٚن تارِ دل کران تہٕ
بے دایہ باٰٹھی لولہِ کمانن کشن گنڈتھ کم کم شیر ببر جنایہ کران سہ

بے دایر کڈان کشن چھِ یمن لولہِ کمانن لولہِ کمانن
گم شیرِ ببر جنایہ کران چھایہ ہسی مال چھایہ ہسی مال
برطاق یہتھ کارِ دوگن تارِ کران دل تارِ کران دِل

پیمانہ ہکہ ہکہ ترٛاپہٕ کرٛان چھاپہٕ ہُنی مال چھاپہٕ ہُنی مال

جناب حاجی صابُن وَدُن محبوب چھُ درحقیقت والہ صافن ہُند

حصل تیہٕنز الغافٕہ نظر ییتی چھُ جانانہٕ وارُن ہوش و حواس راوان۔ ییتھے پأٹھی

چھ وآلِکِن تہٕ زُلفِ سیاہ کوہ تہٕ وَن زُلتس منٛز بٕر و تھہٕ بٕر و تھہٕ غرض غلام حسن

ڈرٛائیوَر صآبُن غزل یاوُن آسی تن تتھ منٛز چھُ شعریت، گلہٕ ہندٕ وندٕ دود، سیلِ

فراق، لو، ہوت خلوص۔ بیرہٕ دار سوزِ خن، مرھیِل شوق، فدآے جذبہٕ،

وُداسی رٕتھ تہٕ مدآے جُدا گراٹا کارہٕ تہٕ گرا ورگہ پأٹھی اچھہٕ دل، ویرناگ تہٕ تیل بل

بیترِ جاین چھُ گیوش تُلاھن۔ شعرچ گُل لیُدوٕ حسن ڈرٛائیوَرس روشنی

میرُنی پأٹھی لولناوُن چھِ۔ بیٚرھان مگر سوٚ چھُیس مشتاقِ حسن ییمِنس تلہ چھے

محدود بھاوان سہ

بیٚیتہٕ روشل میر شاہ آبادی

”ہیہ وٕچھیس رٕتہٕ پیشنٛری توٚبے معرفت زن وَٚد تمت نیٚبے“

ہِوی شعر دَنان چھِ۔ تیہٕ چھُ غلام حُسن ڈرٛائیوَر صرف ییتیہے تام اکتفا کران سہ

قُبہٕ جانی ژٕ ٹشتھ ژبہٕ دِل چھُ بھیران

شیہٕ وُنی زٕ نارِ پیشانے تہٕ لولو

حسن ڈرٛائیوَرنی شعر یہی ییٚلہٕ دُوٕ لَسن چھیہ لیوان۔ ریحان کوٚمن

یاسمن۔ ممبوش۔ نیلوفر تہٕ یمبرزل بیترِ لیوش چھِ مند چھِ مند چھِ محبوبس کرٕجائے

سجاوان۔ سو چھیہ شہمارٕن گرائہٕ ہاران تہٕ لسنٛدی گارٕ ییتی مارٕ پیچان چھِ

تیہٕنز یاسیآنی کران۔ حسن ڈرٛائیوَرنی شعر یہی چھیہ روشل میرنہ شعرو گنہ

ہندی یا بٹھی یا کافی کلس بھاوان تہ چوہ غلامن اتھ محبوبہ سندہ خاطرہ ذرس ذرس
مشک تاتارہ تہ ادفرک چھر کاوکران ۔ تیرہ مجگانگ تہ نستہ خنجرک مقابلہ لودوے
روشل میرتہ حسن دریوس ہنوے اسہ کرن ہیومت مگرہ تہ کھیتہ تہ چھ روشل میرن
تیرہ محگان تہ نستہ خنجر حسن دریورنہ خوتہ نہ یاہ الماس لو رت ، ہیچدار مستہ
وزن زار بنان ۔ روشل میرن خنجر چھ نشانہ مارنہ برونہے کارگر گرھان بیلہ نہ
حسن دریورن خنجر نشانہ مارنس منز پھل چھنہ کران ۔ حسن دریورہ چھ محبوبس
خیالن منز پرنگ پلنگ شیران تہ تتھ بیٹھہ پوش دکھراوان تہ اچھ دارین اتھ
داوکرناوان مگر تسند یا عام نہ میلنہ کنی چھ نہ واوس اتھ گراوہ سوزان سہ

گرھتہ دیتم تاکفس غمخوارس    امشکہ میانے کرہ چھر کاوہ لو
گراوہ وتمس صبحکے واوہ لو    تاہ نہ ودمت شہنہ مہلادولو

ینلہ زن چھو دگامی بینلس محبوبس چھتر لوٹن تل پرینگ تہ پلنگ
دکھراوہ بھو سالہ بینہ باچھ نارہ یارہ چھ کران ۔ حسن دریورن اندرہ ون چھ نارہ تو ندرک
دھوہ ماران ۔ نارہ یمکھ چھ اسمانو پیٹھی پروانہ کران مگر سہ چھنہ بینہ اعتقادک
تہ بتھ تہند دامن اتھ منز تراوان ۔ لودوے محبوبہ سندی دسی کرہ بٹھی میٹھی مدہ ی
تہ مبتلا ملیسی امتحان تہ سپدی سہ چھنہ تہند واد طرفاتنیہ لوت بھیران بلکہ چھ
سہ تمس ہ ٹنہ خاطرہ جو سوسن تام گام ہیوان مگر تمہ سالہ تیہ ترکیبہ ناکام گرھتھ
چھ سہ تہند داد آستانن دشہ گنڈان ۔ سہ چھ تسند لو کچار خمایہ کران مگر دریورہ
صاب چھ تنوت کرتھ تہ لس حافی منگان تہ تسند ین عکسن میٹھی کران ہیتہ
لول براں سہ

ہر جایہ وچھمس پوت ژھاین  سر تراوس ونہ وزتل پاین
کزنا نیوم زانہہ تہ دو گنیار ووتیجہ  بہ مژرہ تہ ژولے یار وونیجہ

بہر کیف حاجی غلام حسن ڈار بیور چھہ پننس محبوبس پننہ شعر بادہ منز سراپا طورہ تہ الگ الگ انگن منز برکھا وینج تہ تسند رتبہ اعلاخو تہ اعلا ثابت کرنج کوشش سرانجام دوان ۔

# روحانی تجربہ

غلام حسن ڈار بیورنہ شاعری ہند بیاکھ شوبہ دار پہلو چھہ تسند روحانی تجربہ ۔ تسندیہ باوژہ چھنہ فوٹو گرافی تہ راڈار سسٹم بلکہ چھہ یہ تیز تہ طوفانی ہوس منز خون جگہ ژانگہ زالیتھ اکھ نیرل، ٹاکار ہاوان باون لائق تستند تہ عملی تجربہ ۔ سہ چھہ امہ تارہ یک تہ گٹہ ماحہ انک سفر یتھ منز داناکھ ہیکل مقامن منز پارے گوہ ڈے چھیہ سپدان اکہ اکہ سوتہ طے کرنک کمر گنڈان ۔ سہ چھہ تہ کنڈ نو بہرتس ونل چھاوتھ مادالتی منز دسنہ بہرو نہ پننس پانس خبر دار کران تہ نہ ہبر سندس حکمس بیہ چھہ کار ینداروزنہ سیتی اکھ بین مقام ۔ ڈ چھنہ تہ کھوہ ژ ھار تہ بکا یہ چھہ سہ ابدی حاکمس پانسے ٹش نبان سہ چھہ واشگاف علان کران زسارہ سے کاینانس تھار تہ یلہ بہ بینہ گرو ولتس سم اوس تتھی ۔ امیک مطلب چھہ سیند سیود یہ زسیمی بینہ پان پرزنو وتسی آو خدایہ لبنہ ۔

ووَن ہیہ دِیتمس کیہو پچھ بازار — یارٕ دِلبر ییتھی چھُے

نوٗن چھُ ہتہ ہتے نوٗرِ اظہر — پانہٕ سرورٕ ییتھی چھُے

قرآنہٕ مطابق چھُ خدا شہہ رگہِ خوتہٕ تہٕ نزدیک۔ حسن ڈٕریٛور چھُ
پننہ تصوفی تجربہ ہمن شعرن منز قادرٕ گرتھ کوشش کران ؎

حیُّ اللہ سِر کرِتن — دٕے چھُ میلتھ بٔڈ کھ درس

کُلُّ شیٔ آیہ قرآن — سایہ رہبر ییتھی چھُے

اے حسن ڈٕرٕ یٛورٕ ژٕ پٔر — قرآن چھُے من حبل الورید

لوح کرسی عرشِ اعلیٰ — فرشہ بر تہ ییتھی چھُے

غلام حسن ڈٕریٛورس چھُ پننس روحانی تجربس منز نیرد س حارکھ
یوان یکساں نس چھُ تیٚھ عقلِ نہ وِشرن وول، مست تہٕ حواسات ژالن وول
وجہ واتھ تجربہ یو مبُہ رین لاگان۔ روحانی تجربن منز چھُ حسن ڈٕریٛور پننِس سوۓ کینہہ
داوس لاگتھ ییتھ نتیجس پیٚٹھ واتان زِ ییمہ ساری کائناتک اصلی روٗپ چھُ
اکھ سُہ محبوب ییمِس سند باپتھ اَسہ سارِنے تلاش پزِ جاری تھاونی۔ سُہ چھُ کُنہ
ابہامہ روس باوتھ کران زِ سُہ محبوب چھُ ساری ذرہ ذرس تُک محبوب لیس نہ کُنہ
جایہ چھُپتھ چھُ۔ بلکہ چھُ اکھ اکھ شہہ تمی سے زیر فرمان تہ عالم ناسوتہ پیٹھ تا
عالمِ لقا باللہ چھُ سُہ ییمہ سعہ رنگہ احاطہ کرتھ۔ البتہ یہ پرکھاوُن چھُ تیٚلی
ممکن ییلہ ؎

ژٕ ڈٕریٛورٕ گژھ فنا فی اللہ — فنا سپدتھ جمع آو

ژٕ ییٚتھ چھُے ہادی کلام اللہ — فقط باللہ تسند ناو

حاجی صاحب چھ صوفی مقامن ہند سال گرتھ خاموش روزنک تاکید کران
علم الیقین، عین الیقین، ہوو مقام چھ آگوتھ دوان زِ انسان یلہِ ہیو شونبیو
مرحلو منز گزران چھ سُہ چھُ زہر پیالہ تریشنہ بدلہِ استعمال کرنک عادی بنان
سیتہ یوت نہ بلکہ چھ یتھ رنگہِ ظلماتن ہندس علمس پیٹھ مو ہمو نظر دوران۔ کل
کرتھ کل گنیز چھ سہ انسانی ارادک ماحصل جبس دم کرتھ بننہ وجودک سال کرن
چھُ حسن درائیوران اکہ تمہ قول گاہہ منز صحی سلامت والپس تن بلیتہ جیدلی
ترین ہیچ یار وسیتی پرتھ اکس بادالس منزوس تہ السی پیٹھ حملہ چھ سپدان
سُہ چھُ رنگ لاگتھ زندگی سیتی گندنک درس دوان تہ جوشس سیتی ہوش
تھاونک دول وایان۔ تسند خیال چھ زِ انسان چھُ نفسس قابو کرتھ سیتی پورتھ
کُنہ مہمہ منز کامیابی لبان۔ ناتجربہ کاری، خام منصوبہ بندی تہ بے وقت قدم
تُلنہ سیتی چھُ محسوس یانی تہ شعوری ڈھانچہ چھیلہ چھانگرہ گژھان۔ حسن درائیوران
روحانی تجربہ یلیتہ زِ اولیو شپشو منز فنک چیپنک سنز چھ کران تتہ چھ تسند
اندرولس جوشہ سیتی نہ کنہ آرام تہ نہ چھ تتھ پیٹھ سمندرکہ آبہ سیتی قابو لبن
ممکن بنان۔ غرض روحانی تجربہ رحمان دادن، شمس فقیرن یا حسن درائیوران
اسی تن امہِ خاطرہ چھ ضروری زِ شوقس گژھ کمس لیے کرنہ آدہ ہیکہ اتھیک تصور
کرنہ یتھ۔ غلام حسن درائیوران چھُ حروف تہجی ہندین کنتہین ۲۹ حرفن -

"نفی اثبات سر کرتو ادہ یرتو ان برداہ"

منزلہ منز و پڑھناوان۔ حرف بہ دہ نہ دے مرن تہ برداہ ان برلن چھُ تسند
ثانا کاپہ اظہار سُہ چھ الفس اللہ "ب" بنیاہ بناویتھ یا ثریا آدی کا پنجان یتھ

چھُ "ت" تاٗلیم، "ث" ثابت، "ج" جمعیت، "ح" حیاتی، "خ" خدایی، یوسہٕ ابدی چھِیہ معنی دِتھ واتراوان۔ "د" چھُ دوگنیار دور کران، "ذ" چھُ ذکر، "ر" چھُ ریاضت، "ز" چھُ زبان یوسہٕ انسانس تارَان تہٕ چھِیہ تہٕ مارَان تہٕ چھیہ۔ "س" گوساہ، "ش" شرٛن، "ص" گورشک ص چھُ صلحس تابین روزُن بیلہٕ زَن "ض" ضائلین، "ط" طالب تہٕ "ظ" ظلماتک لو چھُ بیشِ کران سیٹھے پاٹھی چھُ "ع" عیان، "غ" غربت، "ف" فنا، "ق" قیل و قال، "ک" کلام، "ل" لاہ، "م" چھُ ملبوس، "ن" چھُ نیستی، "و" گو وحیت تہٕ "ہ" گو ہمیشہ کرٕنی، یمن حروفن ہُند معنے واضح بیٹھ کُنی غلام حسن ڈریُون کوٗرتت چھُ، یہ چھُ راز فاش گژھی گژھی تہٕ بردس تل، وُدمت یُس اوس زانان زِ راز فاش گژھنک سزا کیاہ آسہ

| | |
|---|---|
| ڈرائیور حسن نماش مَتہٕ کَر تو | وِچھتہٕ منصور لو دُکھ بَردار |
| یا کر خاموش نتہٕ دزہٕ سَر تو | اِدِ پر لو اَن بردار |
| نفی اثبات سیر کر تو | اِدِ پر لو اَن بردار |
| الف اللہ او لے پر تو | ب بنیاد کر پائیدار |
| ت تاٗلیم روز و شب کر تو | اِدِ پر تو اَن بردار |

# کھاہ کوٗر

حاجی غلام حسن ڈرائیور چھُ نظم "کھاہ کوٗر" تہٕ لیکھان یتھ منز

اُہند حُسنک نقشہٕ سنٛدِ سیٛو دِ چھ کھینچنہٕ آمُت ۔ سو چھےٚ قند کُری کُری رِنٛد بناونہٕ آمٕژ تہٕ ابرانکس مشہوٗر شہر شیراز ِس منز چھےٚ سو گنٛدنہٕ تہٕ نیرِ الماستند ین دِنٛدن چھُ قند تہٕ لعل یمن وَنہٕ آمُت ۔ سو چھےٚ گژھ اَسہٕ ستی بے شمار عاشق فِدا بہ کران ۔ حسن ڈرِیو ِس چھُ کھابہ کو رِہند حسُن و چھتھ حاٰرکھ لوان زِ یہ کُنھی کاٰری گرلی چھےٚ گُر مژ تہٕ ژٕر مژ سہ چھُ تس التجا کران زِ سو کرِن اَتھ حسنس نظرِ بد دوٗر گژھنہٕ خاطرٕ نیانہٕ سے

بہ تہٕ لولاہ کرہٕ تہٕ اَسہٕ کُن سیٛود نظر
ڈرِ تہٕ ِصاحبس کرِ تہٕ اَمِہ حسنک نیانہٕ

# موت

ہے موتہٕ پنٕہٕ نین چھکھ بناوان بیگانہٕ تے
شیرین شکر لب خانہٕ خاٰلی گے ویرانہٕ تے
ہا موتہٕ ژٕ وُر و کُرِتھ خاٰلی کم خانہٕ تے
ہے لوٗٹھ ہاوُن اَدِ یاوُن سوانہٕ تے

جنابہٕ غلام حسن ڈرِ یو ِس یتھ محبوبہٕ سنٛدی تاٰرِیف تہٕ رُوحاٰنی تجربہ بیان چھ کران تتہٕ چھُ موت واقعیٚ سپدنہٕ ستی ہولناک تنہاٰیی ہُند حال بیان کران ۔ موت چھُ کم عاٰلی شان تہٕ رنگہٕ منٛدہ رِ انساٰنی زٕو تہٕ اَرٕژنش صاف و پاک کران ۔ محلہ خانن تہٕ کمن کمن شکل لوسعن چھ موت لُہ یارہ کران ۔ عقل فرعون ستہٕ

بختِ سکندری کروٗرٕ ، بدیٚ چھ موتِ ابدی ییٚندرِ ساوان آمُت ۔ حسن ڈٔرٕ ئیورن
ییٚمہِ آیہ موتُک صورتِ حال بُچھِتھ چھہ کوٗرمُت سُہ چھُ پرن والین اَتھ شمع لاگان
تسند گُف چھُ زِ بیٚیتہ چھیہ لالوٗری موتیچ شربت پییتہ کانٛسہِ پیٚینی ۔ موت چھُ
واقعی ییٚنٛمِن بے گانہِ یعنی وۄپرِ بناوان تہٕ کمن مکن خانہٕ بالین اَتھ موٗرانِ نوان
سُہ چھُ موتس گِلہٕ کران زِ تمی کوٗر مجنوٗنس تہٕ لالہٕ دوٗر پیاوِ تہٕ ساوان اندر زار ۔
سُہ اوس حسرت کھیوان زِ شدادن ییٚلہ جنت تیار کوٗر مگر موتن دِیت نہٕ تس وۄمیٚہ
کھور دروازٕ اندر ترانٕنہٕ ۔ جم جم یُس کشیرِ ہند گورنر اوس ، تمۄ کیہہ نقش و نگار دارمتہ پٔنٕنہِ
زوٗنہٕ ڈبہٕ تیار مگر تسند جاہ و حشمت تہٕ حکم آو ہمیشہ خاطرٕ ملیامیٹ کرنہٕ ییٚمہِ باتھو
کوٗر فرعون ، تسند خزانہٕ ، تسند تخت ، رستم تہٕ نریمان ، تہٕ تہندٕ زورِ بازو ، یہ
ڈبہٕ ایران و زابل تہٕ لاو لشکر بییتر تہٕ موتن گوم تہٕ نوٗو نوٗو لوٗح لنگرٕ وۄدبار سَس
نان ۔ سیتا ، رام تہٕ راون تام کٔرِ موتن ییٚنٛدی شکار ۔ حسن ڈٔر ئیورہ چھُ موتکِ یم کارنامہ
محسوس کٔرِتھ وَنان زِ دُنیا چھہ بے پرٛتھ تہٕ بے ترتیب لُکہٕ بے گرٕ بے وطن تہٕ بے
سرو سامان ۔ تۄے چھُ سُہ مولا سِہر کرِنکس نتیجس پیٚٹھ واتان وَنان سہ

سرتن سۄ مولا ژٕ ژٕتہ نفسی نرولانہٕ تٔے
کرِ یادِ اللّٰہ دادِ حق پانہٕ رحمانہٕ تٔے

---

۱ عادِ ہند اَکھ مشہور بادشاہ ییٚمۍ جنت تہٕ جہنم بنوومُت اوس تہٕ خدائی ہُند
دعوا اوس کران ، عاد اوس اَکھ قوم ۔

## نعت

ڈیشُور صحابن شاعری ہُند نعتیہ پہلو چھُ حضورس صلی اللہ علیہ وسلم
ہندِ بوٚڈ اوصافَو ستی یِہ ڈیچھنہٕ تہٕ بالحال۔ اَتہٕ منز چھیٚہ ندامت، انکساری،
عاجزی تہٕ مافی منگنُک تقاضہٕ جاگن بوٚیہ کرنہٕ آمُت۔ نعت گوٚ چھُ اعتراف کران زِ
تمہ کٔرنہٕ زانہہ تہٕ سُہ عمل ییمیُک لُکھ تنبیہہ اوس کرنہٕ آمُت، ییمہِ کنی سُہ روٗ سیاہ
بُنِتھ حضورَن ہُند دامانہٕ ژٲنان چھُ رٕٹہ چھُ ناو ومید تہٕ بے پرتیت گرٕزتھ
گدا بنِتھ تہٕ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم سٕنٛزِ ڈیوڈِ پیٹھ فریاد کران ؎

بادی مید جانے ڈیوڈِ تل آس
بوزُم صدا یا رسول اللہؐ

شاعرس چھُ آب نہٕ عزم اَچھیوٚ وچھنُک تہٕ سُہ چھاونُک تمنا آسان
لُکھ چھُ مدینس وٲتِتھ روضے پاکس بیٹھ ڈاف تراونُک تہٕ ارمان ییلہِ زن
طوافِ کعبہ کرنُک تہٕ شوق چھُ شاعرس آسان۔ خدایَن گوٚ رامُر سُند دعا قبول۔
تہٕ شاعر چھُ یم ساری ارمان مرنہٕ برونٛہہ صرف شیٚہ وری بوٚرہ کران ؎

بہ چھس بے زر بہ کُرہ آسے مدینس
دِلس منز شیٚہ عمیہ شر جھُم یا محمدؐ

حسن ڈیشور چھیٚہ حضورَن ہند جلوہ گر سیدنہ بیٹھ تھہندس ذرس ذرس
بیٹھ ویچھی بوٚنکی یا تھٕی قلم چلاونچ ناکام کوشش کران۔ غم خوارِ امت، دون
عالمن ہند بادشاہ تہٕ مالکِ سرا سرار ہوی تعریف چھہ اُمیدِ نعتکی زینت بنان۔

والضحیٰ، والیل، شفیع المذنبین، رحمۃ للعالمین اوصاف چھہ حسبِ مقدور
بیان وٲشراونہٕ آمتی۔ اہندین نعتن منز چھہ محمد مصطفیٰ ﷺ سُند نور گتہٕ گیونہٕ کران
تہٕ یہ نور چھُ سوٚلتس سوٚلتس وحاظہِ کران تہٕ امکہ سیٛتی رحم وکرمس پیٚٹھ چھُ پژھ
کاتھہ بڑنس ثابت قدم۔ یمن ہُند گردش ہیوٚن ہنز حرکت، اچھر والین ہُند
الہٕ دلہٕ تہٕ وٕتھن ہُند کمچار تہٕ چھُ نورہِ آقایے نامدار سُندین اشارن پیٹھ
قوربان۔ حسن ڈرٕ یور چھُ امہِ نورُک بحر بیان کران وَنان زِ ساری اولیاء
تہٕ انبیاء چھہ امکی ژھیٚنہٕ گٕمتۍ قطرٕ۔ عرشس چھیٚہ اہندِ نالانہٕ مبارکہ سیتی ٹھٔہر
ینلہ زن حضرت آدم علیہ السلامس اُہُندِ نامہ مبارک زِیوٚر پیٹھ ہیوٚلنے توبہ چھُ قبول
چھہ گژھان تہٕ اشارٕ ہاوتےٚ چھہ زون زٕ ہار گژھان۔ زونہ، آفتاب، تارکہ، آسمان
وزمین، ڈیچھن کھوورہ عرش وکرسی تہٕ لوح قلم چھہ اہندی شوقہٕ بار سٕنس
آمتی۔ ملائک چھہ یہندس حقس منز دُرودٕک گرہ ٹلان۔ نعت گو محمد مصطفیٰ ﷺ سُند
زبردس عاشق تہٕ تسندین کھوورن ہنز گردٕ اکھ پیٛنچ دِنہٕ پنہٕ باوتھ کران۔

## نعتیہ وَنہٕ وُن

نعتن سیٛتی تعلق چھُ غلام حسن ڈرٕ یور نعتیہ وَنہٕ وُن تہٕ اکس جان تعداد مس
منز تحریر کران۔ اہنز شاعری اندر چھُ وَن وَنکہ اہم دِیت تہٕ اکھ اندرچھیہ اہنز
مشہوری زٕتھ یتھ یمین نعتیہ ون ونن اندر تہٕ چھہِ آنحضرت ﷺ ہُندی سرا پا
تعریف کرنہٕ آمتی۔ یم ونہٕ وُن چھہِ اکثر خاندانن پیٹھ گیونہٕ یوان۔ ۵

اَسہٕ ییٚچھ ذاتِ پاک گو مہربانے

نکاحن پاتنے آے سرکارٕ

یمن وَنہٕ وَنن منٛز چھُ یِژھ گوشہٕ وِشرٛاونہٕ آمُت۔ اُہندی وَنہٕ وَن چھِ کاشرٕ ین اکثر زنانن زبان زد۔ اُہندی لغت چھِ سازٕ قی تہٕ نغماتی۔ حسن ڈرائیورٕ چھُ یِنہٕ ین نعتن منٛز حضورٕنٛ ہُند          زٕ ہ چھُلتھ تہٕ تُسند قلو آے نبھتھ تحریہ کران۔ وَنہٕ وُنس منٛز یم اوصاف شاعرن بیان کٕرِی متی چھِ تِم چھِ اکہٕ ظاہری انتظامچ تہٕ ستھرِ کی عکاسی۔ ایتھ صنعتس منٛز چھِ تِمن سرکاتہٕ سکناتن زلو دِنہٕ آمٕژ یمن ہنٛز نمائیش بے حجاب تہٕ بے پردٕ چھنہٕ سپدان۔ اُہندِس وَنہٕ وُنس منٛز چھُنہٕ کُنہٕ قسمُک خیالی ابہام لبنہٕ یوان۔ وَن وُنس منٛز چھِ          کام ہینہٕ یوان یتھ منٛز حسن ڈرائیور کامیاب چھُ گژھان۔ وَن وُنس منٛز تمثیلی پیکر تہٕ بَھرنہٕ یوان تہٕ ظاہر چیزن سیتی چھِ وَن وُنکی بہترل وِہہٕ اشرادنہٕ آمتی ؎

چھِ ہُ چانہٕ بادامہ وُٹھ رٕ ہ پھلییے

رشکہ چانہٕ ہرلو زوٹ بیابان

شیر زٕ وی دم ہیتھ یتھ جنگلیے

ہاوتے مجبورس وُلییے پان

اَتھ منٛز چھِ اَدمان تہٕ شکوٕ تہٕ گرایہ ماران۔ حسن ڈرائیورٕنٛ وَنہٕ وُن یا نعتیہ وَنہٕ وُن آسن اَتھ منٛز چھِ شفقہ پاٹھی محبوبس سنٛز سراپا نگاری کُن توجہ دِنہٕ آمٕژ۔

غلام حسن ڈرائیورن چھِ کُنہٕ ہ منقبت تہٕ لیکھان یمن منٛز اولیاہن ہندی اوصاف تحریر کرنہٕ آمتی۔ یہ چھُ مِلس بیرِس بدٕ وو میر سالن وِلہٕ زاری کران تہٕ تس غانہ اَنان ؎

یمن آسی نہ یہ ہیو غمخوار دِلبر
سُہ آسیا یمن مبتلا پہر شیا نیو

حسن ڈرائیور چھُ پننہ شاعری اندر "حمد" تہ تجربہ کران۔ حمدس منز چھِ یہ ورد گارس تارِیف بیان کرنہ۔ حمدس منز چھِ میوٚد یہ بندٕ او صاف تہٕ آشراوِنس دوران پننِ پان ناکارٕ تہ گنہگار تصور کوٚرمُت تہ اتھی گژھ پننہ ذات حافظ جلاوان تہٕ لس چھِ پننِ پان حوالہ کران۔ حمد کرن والس چھُ احساس زِ لس چھُ الست بزیم کنِ گومُت۔ مگر سُہ چھُ ناامید نہ تمی کُرہٕ نہ سُہ وعدہ یُس پریمہ بابتھ سُہ لویہ آمُت ازلہ ووِل گو نیوت گرتھ چھِ لس تسفنز سے دوٚ میدروزان۔

## خطاب بہ مُسلم

ڈرائیور صاب پیٚلہ ۱۹۳۰ہس منز سیاسی انقلابس اندر رحصہ نوان لس چھُ مسلمانن ہیمچھ سپدان وانس ظلمس خلاف قلم چلاونک موقہ میلان۔ سُہ چھُ مسلمانن اخوتک جوش پادٕ کرنک تاکید کران۔ غفلت تہ جہالت اُوٚک طرف ترٛاونک درس دِوان۔ سُہ چھُ مسلمانن کُن خطاب سپدتھ ونان زِ یمہ ملکک تخت تہ تاج چھُ تہنٛدے تہ اتھ پیٹھ راج کرن چھُ تہنٛدے حق۔ پنِنس دِلس منز ہمت ہردان پادٕ کرِتھ تہ آزاد بنن چھُ لازمی۔ سُہ چھُ دارِ غلامیت ترٛاوِتھ طلبِ زنجیرٕ ژٕٹنچ ترکیب ونان۔ لس چھُ یقین پیٚلہ کاتُر مسلمان ہینز ہمت کینُن، پیٹھ گرتھ چین، عرب، ہندوستان، روم، شام، ایران بلکہ سوٚرے جہان یہ پہندِس زیرٕ دستس منز۔ غلام حسن ڈرائیور چھُ مسلمانن ہنٛدی اختلاف، ہُرکری۔ ملالہ داری

عداوت تہٕ اشتعال اُتھ کٕن طرف ترٛاوِنک۔ درس دِوان تہٕ ہمت تہٕ استقلال بہ سان دشمنن بیٚہہ برسنگ تلقین کران سہ

بُتھ صاف دِل نہایت کرِو تۄہیہ حمایت
خدمت چھیہٕ عین عظمت نصرت لبِکھ خدارا
یاگوو زمانہٕ تبدیل نتہٕ ماخدائے جلیل
نتہٕ دنتہٕ کیاہ چھیہٕ دلیل ہتھ خفتہٕ چھکھ یارا

ستہٕ چھیہٕ اسہ وۄنی کُن دسبستہٕ التجا کران زِ کاشرِ مۄزوُن ہند خوٗن کور سرمایہ دارو جنگ دارو، امیرو تہٕ بیٚنہٕ والیو تہٕ درمیان دارو لوٗش تہٕ سوٗدکھ خاکس بیٚہہ۔ کاشُر مۄزوٗر چھُ فاقہٕ چھہٕ دٕہس جکھان آسان مگر اُمِس ہیچارس چھُنہٕ اَرِچ مۄزوٗری میلان۔ حسن دُراپیوٗر چھُ کاشرس مۄزورس ہشیار کران زِ چانہٕ خوٗنہٕ چھہٕ کم کم رنگہٕ بنگلہٕ بناونہٕ آمتی۔ لہذا دٕہ تہٕ پانے پنُن کوٚٹھن بیٚہہ تہٕ کرُن پنُن شوٗ لگمت تقدیر بیدار۔ ستہٕ چھُ حدالیس کُن دعا کران زِ کرہٕ ترٛاون کاشرِ غفلت تہٕ کرِن پننہِ قسمتُک فاصلہ پننہِ اتھو سہ

یاالٰہی کیاہ دِلس منٛز پانہٕ کرہ لولُک اثر
اے حسن دُردیوٗر بلاشک یہم غزل شیرین شکر
دردمندن دادی الٰہی نیس یہے دارو کتاب
انقلاب انقلاب انقلاب

عبدالاحد آزاد چھُ قومی انقلابُک نقشہ پننہِ شاعری منٛز تھٕ پانہٕ کھینچان زِ قوم چھُ اتھ کُن مِیقناطیسی حالتس منٛز لیکان۔ ادہ ہنٛد پانہٕ عام چھُ کاشرس ذہنس پننہٕ نتہٕ کینہہ کرنس بیٚہہ مجبوٗر کران۔ بار سان چھُ زِ غلام حسن دُراپیوٗر لیٚن تہٕ پانہٕ عام

وطنی یا انقلابی لحاظہٕ اَسہِ تام واتناوٕ چھیہ تتھ پیٹھ چھیہ شایداہ تام آزاد صابن اثر لبنہٕ یوان اَدِ یُس اثر ورگہٕ اَسی تن یاڈا کا ہ ؎

ہا کینہٕ رستیو چھیے ژ بیہ زخمن دارِ پکان خون
بیٚنیہ سینہٕ دارِتھ چھکھ ژٕ اَتھ تلوارِ مۆ زوٚرہ

(آزاد)

چھے لولہ زخمن خوٗن جاری تی وچھان ساری
نتہٕ وورگوہم ماہ سہے ناداد مۆ زوٚرہ

(ڈرائیور)

حسن ڈرائیور چھیہ کاشرس مۆزوٚرس تہٕ کاشرس مسلمانس قوم پرست تہٕ اسلام پرست آسنک واشگاف ژ بینہٕ ونیٚ دِوان۔ حسن ڈرائیورن چھُ پنُن گویا اتھی حکیدارِی ہندو ور محسوس تہٕ کوٚرُت تہٕ اَچھو وچھمت تہٕ اَتھ دورس منز سیٚدن واتی ظلم رقطرا کرِ منز تس اوس اَچھن دیدیان زِ اَگس غلام قومس کیاہ کیاہ چھیہ برداش ہوان کرن تہٕ کتھ کنی چھ ترلیشہٕ پیالہٕ بدلہٕ زہر پیالہٕ توٚش کران۔

جناب حاجی غلام حسن ڈرائیور صابن چھپیہ یِنہٕ شاعری منز باقہ تتھ منز غزل، وٚژن، وینہٕ وُن یا نعت شامل چھیہ رسلہٕ تہٕ سانہٕ تی زبان ورتاومُت۔ اَمہٕ شاعری منز چھیہ نغماتی تہٕ روانی زبانی زخم دِنہٕ امُت۔ زیادٕ بیٚٹھ یوان چھیہ اَدہ ہند غزل یا وٚژن سامانہٕ نغمانے ساز وانہٕ لگان۔ اَدہ ہند چھُنہٕ سہ کانہہ غزل، وٚژن یا وینہٕ وُن۔ یتھ بیٚٹھ نہٕ نغماتی عنصر سوار چھُ۔ اہندی اکثر باتھ چھیہ ڈلوڈلو موسیقانہٕ وساز س کھالی متی ؎

بالی یا وسٚن سے مارہ گراسیے کالی خنا سیے گرِ تھ لو کمچارہ
" ہا موہ تہٕ ژورو کرِتھ خالی کم خانہٕ تے "

(دیا)

یمیے بآتھ چھِ عام لوٗکن زبان نٔ د۔ اَمیُک وجہہ چھُ صرف یہ زِ اَہندین شعرن منز چھ رودُل میرنی ہِش لکہٕ یَے وِحاظہٕ کُرتھ۔ اَمیچ زبان چھَیہ دہٕ دہٕ وینچہٕ زبانی ہستی قوایت تھاوان۔ اَمچہِ بیآنی کیفیژ تہٕ اداے منز چھُ زسیُل رفتار تہٕ موٗد رماچھ شامِل باسان۔ یہ چھُ وانُ ہوان زِ حسن ڈریُو صابن چھُ شوقل، سروری، جھرل، بلوین، نوزک، لاُغتر، سکہٕنی، حبہ سا یے، استقادی، حیاتی، اٰدفری تا تدی تہٕ موسیقی قلم چلو وُمت، ہِمو چھیہ ینن بادس منز یمی سرزہٕ ینچ زبان ورتاوِمژ نہ کہٕ ہوآے۔ اَتھ منز شعر یران یران چھُ انسان سوٗرے تکبر وہم تہٕ گمان چھلہٕ چھا نگرہ گرہان تہٕ تُسند دِل چھُ پرُتھ کُنہٕ الوٗدگی نِشہِ مُنزہ سپدُن ہوان لیُس حسن ڈریُو زِ بیآنی ہُند کمال چھُ سہ

کمہٕ سو ندرے دُنیہس آییے
وچھیک دُنیا ناپائیدار
افسوس کھوان اند مزار زاییے
کاُل ضایے گرٔتھ لو کچار
وُچھیتہٕ جُم جُم لہٕ لزاییے
دُبہٕ تلِ تس اوس ہرکار
نَے سہٕ جُم جُم نَے تمہٕ شاییے
کاُل ضایے گرٔتھ لو کچار

کربلا، البرز، لعلِ یمن، آئینۂ حلب، جُم جُم، حضرت یوسف[۴] زلیخا
عذرا، لعل۔ نجد۔ شیرین۔ فرہاد، سحرِ بنگالی۔ نریمان۔ رستم۔ ایران تہٕ چین

ہتی ہتہٕ بدرٕ بین الاقوامی لفظ چھہٕ اہنزٕ شاعری ہندی گھوارٕ بنیمتی گوڈٕ یم الفاظ چھنہٕ
اُہنزٕ شاعری منز وۄپرٕ باسان یُتھ کٕنہ چھہٕ یم شاعری منز بیانٕ حسنس اضافہٕ کران بیلہٕ زَن
اَچھہٕ وَل، ویرناگ، حضرت بل، خوجہ یار بل، ہی مال، ناگرادے۔ تہٕ خانیارٕ بیتر
ہِوی مقامی لفظ شامل چھہٕ۔ تیتی یوت شرٕ بلکہ چھہٕ کامہٕ دۄہ، بادِ صبا، بلورین، ہیوس
نیلوفر، خنجر، شبنم، علم الیقین، عین الیقین، حق الیقین، باغ، بلبل، زلفِ شہمار
خوٕ غلمان، آہو، زنخدان، شیرین سخن، قدِ زیبا، تلپاتال، شمیر دل، معمورہٕ کارٕ بیتی
...یان، ساقی، تالہٕ زٕ، تیرِ مژگان تہٕ لعلِ احمر ہوی ساسہٕ وادٕ تہند ہبا اہمیکی لفظ
چھہٕ اُہنزٕ شاعری ہُند وزان ساز تہٕ حسن ہرران۔

حاجی غلام حسن ڈرائیور ہنی شاعرانہٕ تہٕ فنکارانہٕ صلاحیت چھنہٕ اُہنزٕ شاعری
مطالعہ کرنہٕ ستی نمایان سپدان۔ روشن میرنی پاٹھی چھہٕ یہ تہٕ کثیر اللسانی انگن یم
قودرتن پانہٕ شکلاوتی چھہٕ، ظاہری فنکارانہٕ شکل بخشان۔ خنجرِ البرز، لعلِ یمن
آئینہٕ حلب تہٕ مادہٕ پیچان بیتر ہوی تشبیہہ چھہٕ اہنزٕ شاعری منز فنکاری ہُند
خاص نۄمونہٕ۔

نریمان، سام تہٕ رُستم ہی ناو اہنزٕ شاعری منز میلنہٕ ستی چھہٕ ثابت گژھان
زِ اکھ منز چھہٕ تاریخی پوت منظرک صدائے بازگشت کنن گژھان۔ روشل میرنی
پاٹھی پیدہ اکھ شاعری منز تہٕ فارسی لفظن ہُند جان تعداد نظر گژھان۔ البتہٕ
حسن ڈرائیورنس کلامس منز چھہٕ یمن فارسی الفاظن ہُند زیادٕ تعداد درینٹھی یوان۔ یہنز
قومیت وُسعت پزیر چھنہٕ بنیمژ تہٕ یوٗ باضابطہ پاٹھی کاشری لفظہٕ راشس منز اکھ
عزت دار جاے پراوژ چھنہٕ لہٰذا ہنبکہ نہٕ یمن لفظن کُہنی تہٕ الگ وۄپرٕ زانتھ
ترکیبا زِ یمن چھہٕ دۄہ نی تم ساری حقوق حاصل یم کُنہ لفظس کُنہ بنیس زبانی منز

شہر ہِنز خاطرِ خود دی چھہٕ آسان۔ مثلن سحر، معرفت۔ فرہاد، البرز، زیہمان
طوق، کاریٚ گیتی، ہیٚر مژگان۔ امر، قد، آہو۔ سخن تہٕ ماہ بیچان بیتر۔ امہٕ ہنز
شاعری منز چھہٕ کشیر ہِندین صحت افزا مقامن ہُند ذکر کرنہٕ سیٚتی زبانی منز تہٕ
صحت افزائی سپدان تہٕ زبان چھہٕ رسلار میٹھہٕ تہٕ طاقتور بنان۔ خانیار
تہٕ حضرت بل لفظ چھِ حسن ڈرانٹھ دِنہٕ زِلو چھہٕ نیران، عقیدت تہٕ ترٛیٚژھ ہُند دربار
چھہٕ اچھن برونٛہہ کُن یِوان ہیوان۔ ہی مال۔ ناگرادے سمبل استعمال کرتھ چھہٕ شہ
کشیر ہِنز علمبردار۔ غرض مذکورہ شاعرن ہِنز شاعری منز چھہٕ کشیر ہُند ذکر تہٕ یہ ذکر تہٕ
حسب مقدور بیان آمُت کرنہٕ ییتھ سیٚتی امہٕ ہنز تخلیقہ ہُند دلستان لوٚ ریاضی
بہار چھہٕ لبان۔ ووٚنی گوو یہ کتھ گرہ تہٕ مشراونہٕ یِنہٕ زِ امہٕ ہنز شاعری منز کیاہ چھِ نہ
کُنہٕ قسمک نقص یا کمی چھہٕ ڈرا یوان۔ امہ ہِندس کلامس منز چھہٕ تکنیکی قصوران موجود
تہٕ اکہ کلامس منز چھِ نہ خاص تواتر لفظ استعمال کرنہٕ آمتی۔ یِتھ کٕنہٕ عام ہنز شاعری منز
چھِ لفظ استعمال سپدان آمتی یم امہ بروٚنہ شُنہٕ مُشکل، مہر، مہجور۔ آزاد بیتر کران روود۔

آفاق عزیز - محفوظ جان
یونیورسٹی کیمپس حضرت بل - سرینگر
۱۱ اپریل ۱۹۹۱ء

"Presented free of cost with compliments from the Central Institute of Indian Languages (Government of India) Mysore-570006".

Dr. Afaq Aziz
C.C. A.S
University of Kashmir
Srinagar-190006.

# غزل

اَتھہ ماہ رُخس تھوٚدُنی ٹھٗری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

سیتو دچھہ منیہ کُن ماہ پیکری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

قد چون بالا شوبہٕ دُن
الفکُ نقش کُنی سنایہ کھوٚن

ٹینزی پاٹھی چھس گاری گُری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

اَتھہ کالہٕ موٚیس کَشِ گوٚرتھہ
آہا یہ پلس کھش گوٚرتھہ

لگی زالہٕ چھی دالے برقی
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

ٹاکانہٕ طلا کالہ چھے جَسرِتھ
دُچھونی ژٔریہٕ آشفتہ گیرتھ

آفتاب پٔرہ پرلان حنا وٗری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

چھے تالہٕ زند سیمین سفید
دُلشتھ سیتھاہ گے نا ومید

بادام سو نہٕ پندی کُنی گٔری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

ڈکہٕ ٹکہٕ شوبان چھی ڈٔکس
دُچھنچ نزاکت آسہٕ کَس

دراٰن سُہ جان دِیہ سَرسَری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

وَنجر بمہٕ حبشی کمان
چھی تیر مژگان درمیان

لگے ہرنہٕ کانیاہ مری مری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

دُرِ دانہٕ دوٚران شرٛونی کران
باہم سخن گوٗئی کران

صد مرحبا بر مشتری
دیوانہٕ گوٚرتھس سو ندری

چھِی غمزٕ کیاہ رمزٕ میہ کر
زالوَنہ یٕژھ جودٕ گٔرٕی
روٗیچ سفیدی چھےٚ عجب
شُجدس نِمتہ حورٕ پٔرٕی
اُکھ لسہٕ خنجرس چھےٚ سیٖنہٕ
یم حرفہٕ توحیدٕ کی پٔری
لانے لبن لوَبے لُباب
تشنہٕ لبن کر یاورٕی
چھِی موختہٕ دند شیرین زبان
وَنہ ہارٕ سَنہٕ گود اندرٕی
چاہیے زنخدان چھےٚ سونٕے
غالبن چھےٚ غانچ ماورٕی
گردن صراحی دار زَن
تمہٕ گژایہٕ اُسنز خم گٔرٕی
در حلقہٕ شوٗبان حلقہٕ بند
تمہٕ نورٕ کم کم گل ہُرٕی
سینچ سفیدی کیاہ دٕپہٕ
شیشن شراب چھےٚ ہٕرٕ پُرٕی
از نافہٕ شیران نافہٕ بو

دلخستہٕ عاشق پیٚنہٕ پتھر
دیوانہٕ گور نفس سوندرٕی
نٕوبتھ عالمس شور و شغب
دیوانہٕ گور نفس سوندرٕی
حُسنچہٕ پنجہٕ اَلفِکُ اثر
دیواسنہٕ گور نفس سوندرٕی
اَسہٕ چاہ دلماہ چھےٚ ثواب
دیوانہ گور نفس سوندرٕی
گےٚ لوطھ گُلِ لوٗ زنہٕ بیان
دیوانہ گور نفس سوندرٕی
ہاروت ماروت بولن گٔنے
دیوانہ گور نفس سوندرٕی
مشکل چھنا تمہٕ بجی نِگلن ؟
دیوانہ گور نفس سوندرٕی
چھےٚ چونہٕ جٔبرٕی جبرٕی دلِ پسند
دیوانہٕ گور نفس سوندرٕی
دَنتمہ یہ تماوہٕ نمر کس کرٕنے
دیوانہ گور نفس سوندرٕی
تمہٕ مشکہٕ مُس گےٚ دشت و کوہ

